| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | خیر البشر |
| مُصنف | : | پروفیسر غلام نبی فراقؔ |
| ؤری | : | ۲۰۱۲ء |
| ہدیہ | : | ۲۰۰ روپیہ |
| پبلشر | : | غلام نبی فراق، نوشہر سرینگر ۱۹۰۰۱۱ |
| کمپوزر | : | محمد یوسف میر۔ ٹینگن |
| پریس | : | رہبر آفسیٹ پرنٹرز، دہلی |



کتاب میلنگ پتاہ:

۱ر فراق منزل لکھری پورہ، نوشہر، سرینگر

۲رعزیز سٹیشنری۔ سرائے پائین، امیر کدل، سرینگر

۳رکتاب گھر، بڈشاہ چوک، مولانا آزاد روڈ سرینگر

# انتساب

تمہِ نوٗرِ کہِ ناوٕ

یٚیمہِ ہستی

شش جہات

منوّر گئے



# نعت

نعت چھِ تتھ نظمہِ وَنان یتھ منز حضرت محمد رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن تعریف آسن کرنہٕ آمتٕ ۔ یہِ شارٕ ذات چھےٚ اکثر کأشرو شأعرو پنٕ پنٕنہِ استیداد مؤجوٗب ورتاوس منزٕ اننہٕ آمٕژ۔ اَتھ نعتہِ سرمایَس پیٹھ گژھِ کأشرِ زبأنۍ ہمیشہِ فخر آسُن ۔

یتھ کتابہِ منز چھِ مےٚ بلینک ورسس تہِ کأم ہیٚژمٕژ۔ کینٛہہ سانیٹ تہِ چھِ پیش کرنہٕ آمٕتۍ تہٕ پابند نظم تہِ ۔

غلام نبی فراقؔ
نوشہرہ سرینگر
۲۶/مئی ۲۰۱۱ء

# ییٚنہٕ چانہِ ﷺ



ءخمو ہیوٚت دولہِ وُچھن تۍ اوُن نزدیک پکُن
وَژھِ واُنجہِ داریو دروازَو ہیوٚت لول برُن
مندوریو کھو پریورُت کانچھُن اتھٕ واس کرُن
آنگَن تامَتھ لگی ژیٚنہِ پتہٕ کیاہتام بدل



○

کوربو ہیٚتی پتنٕمن سیٚٹھن منٛز نٔوی خاب رٕچھنۍ

گوٚبرن ہِشدی حوصلہٕ بالہٕ تھزر لَتہٕ موٚنڈ سیٚٹھن

مالِمن ماجَن ژوٚل لٔوب وُچھِتھ اولاد پٔنٕنۍ

تِم بأے بیٚنہٕ کوٚر ناز یِمن پیٹھ پربتھ ساتَن

○



پتۂ اَرمانو رۆٹ دا دوئیہِ خاٗرُک آے بدل
پتۂ مونگ لؤگو یَتھ سائِنس عِلمَس کرتۂ ہُر بر
پرٕتھ دِلس اَندر پتۂ اطمیناٛنکی ناگ وُزے
پرٕتھ رنگس نۆن وزاو ماٗری مندیُت تی وُچھ چشمو





سونچس گووژٕ کی پھیرُ خابَو رۄٹ اَنہار بدل

تقدیرس ڈۄن انسانو پتہٕ یَمہِ آیہِ ژٕ پکھ



# گٹۃِ تۃِ گاش



یاد پیوو از دوہا توأرتخگ
پرأنی رجعت پسند جہلکی بَب
جنگِ احدس اندر سپدی یکجا





نوٗر احمدؐ چھُ سانہِ باپتھ موت
زِندٕ زٕروٗن پزِیا یہِ نام نبی؟
سُے دِواں پھیش سانِہن فرمانن
کِسرِ تٕلی آب عظمتَس سأئِنس
قُلف دِیاواں یوہے گرن سانِہن





مالی میراشۂ تتھ کران لتۂ مونڈ
اُتھی چھُ خاصن کراں عامن ستیٖ
رنگ تے نَسل کتھ دپاں سُہ گُنی
سرکشی سُے لگن چھُ ہیٚچھناوان





رنگ راواں چھُ آسنس سأئِنس

حُسن وعشقُک یہِ نۄو درس مطلب

گُس سَنا ترٲوِ یم پوٗتلی کیا گوم

از تُمِس ءتیٚ أسی کھمو بوزِتھ





جنگ لۆگ زِندگی تہٕ موتس منٛز
خاموشی جابجا گریبان چاک
پژوو نپہٕ نیار نیزٕ شمشیرو
نار گُل نار احد گۆو أندۍ پکھٕۍ
خونِ احمدؐ زمینہِ رۆٹ کوچھِ منٛز





فِتنہٖ وُزنوو فِتنہٖ پرداژو

شمعِ مہرو وَفا دؤپکھ ژھبتہٖ گؤو

شور وؤتھ شور زنتہٖ جشن نما

اند از ووت بؤڈ تنازہ اکھ





خوش خبرٕژ زبر وٕنو لۄکن
سونتھ بیٚیہِ پھیوٚر سانٮ۪ن ارمانن
زوٗن تارَکھ تہٕ اوٚبرٕ لوٚنگی آسمان
خاب رنگ بَستہٕ بیٚیہِ پٕنٕنی سیدن
بیٚیہِ مُنظم کروکھ رقص و سرور
صُریہِ تے پیالہٕ بارسس بیٚیہِ ترٛن





وقت لوّگ وَننہِ ہیے جگر دارو
جاں نثارو یپأرؔی دِل دارو



زندگی ہِنڈی گبر سپڈِی یکجا
پوڑپر بو ہیوّت پئُن شمع ژھارُن





وٗنۍ سُہ دِلبر وچھکھ وچھکھ یتھۍ کَنۍ
کارِ یزدان گژن چھُ گاش زواں



چھُس نبیؐ چھُس بہٕ چھُسنہٕ اَپُز ونان
چھُس توہی منز وِچھِو مےٚ وارِ وِچھِو
آفتاب اوس نوٚن تہٕ نب شولان





یام ڈیوڈُھکھ گربزان پانۂ نبیؐ
پرٖتھ اکھا گوٚو دِوان أچھن مُورن
خوف برادیوو تِمن یِرادن پٹھ
حوصلن ہُنٛد وجود دَم پھُٹ گوٚو!





تہٕم پشیماں دِیان اوٚش ہاران
موتہٕ بے پھوٚر تہٕمن وُچھان وُچھان
ہیے یہِ کیا گوٚو وُزِنو یہِ گُس طوٗفان





آيهِ آواز جان نثارن هئِز
يا نبيؐ يا رسولؐ يا محمدؐ
بد دُعا اکھ ٺهُنڊ يمن ڪائي
ڳري يمو روح ساڻي از زخمي





بس ندامت ۾ عُذر سزا ڇھُ ۾ ھُنڊ!
ڇھُسنۍ آمُت ٻۍ بَد دُعا کرنے!
ڇھُسنۍ آمُت ٻۍ ییُتھ قرآن پرنے!
دین ھبتھ ڇھُس امانک امنگ دین
اُسی منگو اکھ دُعا گرِو اُمین





"میانہِ ربا یہِ قوم چھُم کم زان
ووٗنی یمن ہاو نیک تے رِژ وَتھ"



شمع پرہزلیوو تہٕ دِل سپدی روشن
گاش پرٕتھ طرفہٕ باشہِ لوٚگ کرنے



# معراج

روٗتُلا اوس فِدا شام و سحر تتھ سپدِ ہے
واوِ گُلۍ نافہِ ژھٹاں شُنۍ تہِ اَشُنۍ نازاں اوس
گُلۍ لبجن ہُنٛد زیوٗٹھ پن اوس دروٗدس اندر
نیلۍ تارَکھ بَبرِ ہُنٛد شہجار وَرتاوان اُسی





پرٛتھ نظارا اوس نظرو دۄر نظرن منٛز تہٕ اوس
بالہٕ تھنگی اُسی وُچھان کوکن تہٕ کیا زانہٕ خداے
کائنات بانٛبرِ اندر تہٕ مگر بے بانٛبر
وقت بے پرواہ مگر پرٛاراں پرواَیس اندر





رات خاموش ژٕوایاٗری چھےٚ ترٛتھٕ گٔنٛز لیکن!
خاموشی منٛز چھِ صدا ووتلاں تہٕ آلَو زیٹھاں
وُنی چھ رَف رَف ہیٛؤ ژٕلان وُنی چھُ گرٛشھاں شی شی شا
ووٗنی چھُ زَن واو تھوٚنگا واوِ تھُنگِس وُڈناوان





سحرٕ برونٹھے تازٕ توہ شہین مانڈٕنچ آواز ہش
سۄ درٕ شہلِس نصف راتن آبٕہ لمبکن ہُنٛد صدا
واوٕلنٛز سوز سبہ پہرس بأگی صحراوس اندر
یا دِلٕچ دُبراے کاتھہ یَتھ آسہِ معنے باخُدا





ہانکلن وُنہِ اُس حرکت روءِ تلس وُنہِ اوس رنگ

اوس تھَنہٕ پیوٗمُت مگر اکہِ تازٕ پزرُک تقدیر

پُرسکوٗن اوس محمدؐ پُر سکوں اوس سَمے

از مکاں تا لامکاں اوٗس سپُدمُت تسخیر



# اکھ سانیٹ

رُت رُت بوزُن رُت باوُن تے رُت وَرتاوُن
بُتھ کأنسہِ کرُن ہُتھ یَتھ پیٹھ بابا گُمراہی
وکھ گوٚورژھرُن بُتھ گرشھِ نہٖ کھسُن ژکھ گیہِ ژاینٔ
أتھی راضی چھُ دِل أتھی راضی نبیؐ أتھی راضی خدا





کانٛہہ دُشمن اۘسِن دوس پٔژن دِل صاف تھوَکھ
یۄد بَد سونچکھ شانن پیٹھ پٔژنن قاف تھوَکھ
یِنہٕ گال گرٛھی آدِمی فِطرٕژ ہُنٛد نیٛاے ژلکھ
یِنہٕ پٔژنِس سونچِس گُنہٕ حالس منٛز دٔج ژٕ وَلکھ



○

یِیٚلہِ نٕیسٕ وٚون جنگِ احدس منٛز پٔنٕنۍ یارو
یم ظاٗلم بد بخت سون جگر رَتہٕ داٗوی کوٚرُکھ
از منگو دَیَس یم خار گٕرٛھن بے وار گٕرٛھن
از منگو دَیَس یِیٚمہِ دُنیا بد کردار گٕرٛھن

○



اَتھٕ تٕکی نِیٚنؐ اٚمِینٕس تِم دِلبر پیارے

''اے میٚانہِ رُبّا کم زان قومس رٕژ وَتھ ہاوُم''



# میلادِ النبیؐ

گُلی چھِ أندرِیم حُب ژھٹان مٔنزی جوشہِ یتھ شی شاکران
ہی تھرٕبن ہُنٛد مُشکھ مٔلی مٔلی واوِ گأگلی نازان ژوپأری
پتھ وَنن منٛز شور تلمُت ہور تاں پان ژادرو
شادمأنی منٛز کھساں المن چھِ سۆ درِ کی آبہِ تھٔنگی



کہکشانن از چھُ وارا گاش پرٛبتھ طرفن وُزان
یتھ نبس پٛٹھ پَزٕنہٕ پٛٹھی تارَ کھ چھِ شولان کیاسَنا
زَن چھِ ٹیٛنڈٕبن پٛٹھ ملکھ اکھ بے صدا دَوٕ دَوٕ کران
یتھ شُنِس بدٕلے صدا نتہٕ بے سبب ماسا زیون



ژینہٕ وٕنی میلان شہنشاہن چھےٚ از ٹاکارٕ پأٹھی
ترٛبن تہٕ ترٕوٛہن منٛز گرٛشھاں اما یہِ کیا اَما یہِ کیا!
رأہبن تے عألمن کیاہتاں ونان از بود پٕنٛز
بوالحکم یہٕ دپہن نہٕ پالیس بوجہل پاون خطاب





آسمان سأری چھِ آوِرۍ از چھُ میلادِ نبیؐ

آدِمَس پیٹھ ووٚنۍ چھُ سپدن وول دَیہِ سُنٛد بوٚڈ کرم



# سوخوتون

سوخوتۆن اُس نلاۓ کی متھان ٴستھرس تۃِ چھُکراواں
تمی ساتن پکُن تمہِ طرفۃِ ییٚلہِ آسان نبیٚ لیس اوس
پھواں شیہلتھ دِلس تس اُس اتھ بیہوۂِ حرگُش پیٹھ
محمدؐ آسہِ تنگ سپدان زبر گوٚو تی مےٚ چھُم تمنّا





نبؐ ییہِ ہے تہٕ تُلہِ ہیے وارٕ سوٚنبراُوِتھ چھٲلِتھ تھوِ ہیے

مگرواتُن یہِ تٲسیٖ زِنش گوٚژھ وَتن پیٚٹھ یُس چھُ اَتھ چھکراں

نہٕ تھٲج خوتوٚن نہ نبؐ ین ترٛ ووپٕٹن عازتھ وُ چھاں گوٚونب

تہٕ آفتابس تہِ رُم رُم نارٕ ئُری گوٚوگربکھ کھٕژِس لولس





أتھی اندر حسبِ عازتھ گوٚو نبیؐ اَمہِ طرفہٖ حاران گوٚو
نہٕ ستھرٕ ے اوس وَتہِ پٹھ نوٚن نہ ناپاۓ کی وُچھی نظرو
سبب اَتھ آسہِ کیا خوتوٚن وارے چھا امانتہٕ کیا
تہِ بوزُن زُ وچھُ ڈ ۔ بوٚل گومُت تمِٕس خوتونہِ ہُنٛد پانے





نبیؐ مغموم ہیؤ گوؐ و وَنیہ پتۂ کیا گوؐ وتۂ کیا سپدبو
ئُمِس گوؐ وخبرِ یورے رحمۃً اللعالمین کیا گوؐ و



# اکھ سانبٹ

تم جگرٕ تہٕ جنگ پیے یاد تمن پتھ کاءلکی ییلی
پامن ؤتھی ٹھانڈٕ تہٕ کرتوتن کھٔتی ڈیر سبٹھاہ
لفظو ہیوٚت وہ شلُن کتھ گیہ بدلتھ کربکن مٔز
شمشیرو تلوارو ہیوٚت جامہٕ ژٔٹتھ نیرُن





مسجدِ ہٕنٛز دارِ وُچھان ہے ہے اکھ بوٚڈ طوٗفان
ہوٕہَس لگۍ پھیٚھرٕنۍ پنجرو دروازو کِنۍ ژٔول

تالو چھُ وُچھان ووٚنۍ سپدِ بدل ہنگامہٕ کھڑا
وُنۍ قتٕل کرن یِم یوٗرٕ یِمن ہُم ہورٕ ہُمن



○

شۆچھ گیہِ نیٚ گیس طوٗفان چھُ پٮ۪ٹھ آسُن ہاوان
جہلن ہیوٚت پوٚت پھیرن جبلٔژ ہیٚتِ وِڈھ مُژرِنی
ہرگہہ نے جَل جَل تُہِ وأتِو وِڈھ جل مُژرِو
تلوارن بدنس تیمبرِ وۄتھن شمشیرن وِڈھ ین خۄنہٕ بٔرِتھ

○



پس آو نبیٚ منٛز باگ تٔمن دۄ پنکھ شمشیرن واش کڈو

شمشیر وژ چھبھ دِژ نبیٚ اُوچھِتھ نۄ وگاش دِلن منٛز زاوٕ تمن



# اکھ سانیٹ

## مقروٗض

یِژھ بد حرکت دۄپ ہس ہے ہے از ریٖز کروے
کرکس ءستِن کتھ جایہِ ژ ےٚ چھتھ سأزش گرءمژ
یُتھ جۄرتھ سونچ ژ ےٚ کٲمٕ دیٖت نے اَسہِ وَن جَل جَل
لتہٕ موٗنڈ ژ ےٚ گرٕتھ سانٮ۪ن خابن جذباتن از





اے نبی ژٕ چھُکھ اَسہِ جگرٕ چ چھَل أسی کتہِ زروو
کاٹھہ بد بختاہ توہہِ تھاوِ گُٹھِس پیٹِس مثز بند
پرٕتھ جایہ سپز کتَھ عام تہٕ لُکھ گئے بے قابو
دِل جِگرس زن تیزاب چھوٗ لگھ ٹُلہٕ نار رُوٗک





بدبختس تھرٕ تھرٕ وُژھ تہٕ ڈۄلُس رنگ رۄخسارن
گلہِ زیو سپزِس تم لُکھ ڈیشتھ حأران سپدیو
اند ووت پیتی یتھ زندٕگأنی تَس تی باسیو
وونی ہر گہہ ژھین دِی کانہہ نیالیس سُہ چھُ پانہٕ نبیؐ





مقرؤض ئبہ أمي سُنڈ چھس أزي أ ٴسس نکھ والے

بئے دارس بئے چھس بند تُھو نیرو گرِ سکھرِو



# اکھ سانٹ

جنگ آسہٕ گوٚاں شمشیرہ چوان توٚت آدٕمی رتھ
گُری دِوٕ دَو شور تہٕ کربکہٕ آسا توبہ توبہ
دُشمن آسن غاٛلب سپدان بوٚڈ حوصلہٕ ہیتھ
یارانِ نبی آسن سونچان ییتھ کیا یہٕ سپُد



○

شُترو پننہٕ دونکھس منز روزِو پننہٕ کتھ مُشی رِو
کن داُرِو ہوش میٚہ گُن تھاُوِو بوزو بوزو
بئے چھُس بئے چھُس پئزی زیور نبی بئے پاُغمبر
یس مول چھُ عبداللہ سُے چھُس پننہٕ شکھ روزیو

○



سپرن ٹھُلہٖ گُنڈ شورس ژ ْول سوُرے زُو نپرتھ

وَہ وأنجہِ وڗھ شترن پیوو بدلٖے پاٖر زنگن

زَن ژھانپ أچھن پبٹھ بٹھ تِمن ہے ہے سپڈُ کھ

شمشیرن زن پیوو اَئیؤ تہٖ نیزن روو ہدف





زپنتھ پیوو ہارُن جنگ تِمن افسوس سپُڈ

مأداں ترأ وِتھ أڈی ژٔلی أڈی گٔلی بے نام سپڈی



# اَسہِ ۄٲنۍ تو

اَسہِ ۄٲنۍ تو أسۍ کتھٕ گٔنٛز مانو یِہ چھُ پأغمبر یِہ چھُ سون نبیؐ
یُس آسہِ پٔژن گرٕ بارکران یُس شُرۍ تہِ رچھان بأژن تہِ پٕڑ ژھان
فاصلٕ تہِ بنان مشورٕ تہِ دِواں اَنز منٛز تہِ اژان تی أسۍ چھِ وُچھان
بازارن منٛز تہِ چھُ نظرِ گژھان گر کامہِ کراں پر کامہِ کران





نِکھن رأضی تأ کید کران یِنہٕ مأئِلس ماجہِ پھِر وزانٛہہ بُتھ

بدَنَن پیٹھ ینہٕ زانٛہہ مَل زٕ رووِرٕ تی پلو وٕ ئِلو رُت مُشکھ مُلِو

شُری مُری گٔے رٕچھنٕ تہٕ ہنٛچھناوِنی تم سأری فن یم رٕتی آسن

یوٚت نظر اگر زانٛہہ پانہٕ دِوان اَدٕ سورُے پان پتھ گُن پھِر واں



○

بَس خانہٕ بدوشن ہُنٛد سوچُن ٹاسُر سونچُن گُس پرژھِ ہے تتھ
مکی اُسِس پنہٕ نی لیکن تہٕم وُٹھی یہٕ چھُ خودرہ جودوگر
تہٕم اُسی گٔژِس منٛز ہہنہٕ آءمتۍ تقسیم گٔمتۍ تفریقن منٛز
لیس ہرُ دہٕ ہتھ پپٹھ اُرگٔرِتھ لیس آسہِ نہٕ اَندازے سونتٕگ

○



تِہنٛدِس اَتھ سونچس تھٲونہٕ زمانن شوٗبےٚ کانٛہہ تھوِ ہے کتھ پٮ۪ٹھ

تِہنٛد بن سوخنن پٮ۪ٹھ گوٚونہٕ زٕہے بد دِل بدظون دِلدار نبیؐ



# رسول کریمؐ

## نعت شریف

عظمتھا بے گمان رسولِ کریمؐ
شفقتھاہ بے کراں رسولِ کریمؐ

از پگھہ راتھ آسمان و زمین
لازمان لامکان رسولِ کریمؐ





ہرِٕ ہوٚت واوسونتہٕ سریٚہہ پژاوان

پوشہِ وُن گُلستان رسولِ کریمؐ

یَس نہٕ گُنہِ جایہِ ڈنجہِ دِل روزان

تس بنان بوٚڈ اماں رسولِ کریمؐ





یُس ژے پُرٕ پُرٕ بتہِ اشتیاق ہُری
سُے موٗدُر القران رسولِ کریمؐ
بو بکرؓ تے عمرؓ ، غنیؓ[1] تے علیؓ
اُمتس کِتھی رچھان رسولِ کریمؐ



[1] نوٹ :- حضرت عثمانسؓ اوس غنی تہِ وننہٕ یوان۔



”مئیانہِ ربّا یہ قوم چھُم نادان“
خوٗنہٖ ئری کیا منگان رسولِ کریمؐ

گوٗ واگر گوٗٹ یقین،ِ کس سوٗ درس
غم مَہ بر کہکشان رسول کریمؐ





سُے چھُ ڈکھِ ٻوڈ فراقِ سُے ننڈِ بون

آسہِ یَس مہربان رسولِ کریمؐ



# نعت

بۆڈ رُت سپُد پرٛتھ طرفہٕ گۆو شہجار مدٲنس
پرٛتھ طرفہٕ یا ہۄ سۄ بہ سۄ گُلزار مدٲنس

یِتھٕ کُنۍ چھِ کأتیا شہر یِمن پَن پٔنُن آسن
چھا کانٛسہِ یُتھ آسُن چھُ یُس سردار مدٲنس





آیوو کمہِ انہار دڑایو صاحبِ ہجرت
مَنہِ منز چھِ تم تصوٚپر بختاوار مدآینس

پرٕبتھ جاے لولہٕ متہٕ لاے محمدؐ چھُ نبی سون
لفظن کجر ژٕول توٚگ کرُن گُفتار مدآینس





پِتہِ لولہِ کُے جذباتہٕ اَتھ جذبس تہِ پاٗری پاٗری
حالات دَپن پیار اَرمان لار مدٲنس

اکھ سونتھ پٕنم زوٗن ٲستی پوٚت شبُک عالم
بیٚیہِ عاشقا منٛز باگ پُر اسرار مدٲنس





خیرالبشر لیس عالمین ہِنڈی خوداین وۆن

ڈے گوۆ وسُه ڈبکہٖ بۆڈ پانہٖ تَتھ دِلدار مدٰینس



# نعتِ شریف

ژھایہِ رۄس بایہِ چھُ انہارِ رسولِ عربی
سایہِ پرٛتھ جایہِ چھُ یقرارِ رسول عربی

پوشہِ خوشبویہِ لفظ ناوِنی لیکھُن نعتِ نبیؐ
نعت یُس شکلہِ زِکردارِ رسول عربی





جاہلن خانۂ بدوشن بدوِیَن لا علمٔ من
عقلۂ ژُکی پھیُر گوّو زِ گُفتارِ رسول عربی

سونتۂ ہوٗ ہوٗ دُدوَنن پھیوٗر گولاب گاہ شکلے
''گوّو جہاں تازۂ برخسارِ رسولِ عربیؐ''





حُسنِ یُوسُفِ مصرٕ چھوُچھ تہٕ وُچھان گیہِ حالِ خود
پرتوہ اوس زِ انوارِ رسولِ عربیؐ

زُون اَختابہٕ، دموے تراو مۆر وَن کیا گژھی
گاسہٕ بَنہِ نار زِ انکارِ رسول عربیؐ





بے کسن ہٕنز کتھ بدل ہٕندٕس تہِ أتھی جایہِ پناہ
بے بدل یکتا چھُ دربارِ رسول عربیؐ

سَتھ مُعلق ڈیڈِ کعبس آسہِ کس تابِ جواب
بل تِمن دراو زِ اِظہارِ رسول عربیؐ





دُشمنن منز باگ تیمٚ وٚون بٔے محمد پۆز نبیؐ
وہمہٕ بُزی تم گٔے زِ گفتارِ رسول عربیؐ

کعبہٕ چھُم ٹوٹھ مدینُک لول خابَن رنگ بران
یم مُشرف چھِ بٔہ دیدارِ رسول عربیؐ





دۆپ دَین خیرِالبشر یَس رحمت العالمینؐ
رِژ بشر سأزی کرِنی کارِ رسول عربیؐ

کۆرزمانٔکی گاٹجارن ژاٹہ کوۆٹ کرِ ہے تہِ کیا
فِکر شیرنہِ لوۆگ زِ افکارِ رسول عربیؐ





نےٚ زبانٕن مارِموٚت تٔمۍ سُنٛد زمانے شیٚچھ ونی
یَم چھِ آثار تہٕ اسرارِ رسول عربیؐ

نعت نبیؐ تہٕ فراقٓ تٔمۍ سٕنٛز خبر تٔمۍ سٕنٛز نظر
چھُس مگر دعوا چھُ خاکسارِ رسول عربیؐ



# Kher-ul-Bashar

*(A Collection of Naths)*



**Prof. Ghulam Nabi Firaq**
Nawshahar, Srinagar 190011

**Other Publications of the Author:**

| | |
|---|---|
| 1. Yim Sen Aalav (Poetry) | In Collaboration |
| 2. Kashir Adbi Istallah | (A Collection of Kashmiri Literary Terms Published by University of Kashmir) |
| 3. Kath Insan Sinz (Translation) | Published by J&K State Board of School Education. |
| 4. Sada-Te-Samandar (Poetry) | Sahitya Akademi Award Winner |
| 5. Nav Shar-e-Sombran (Poetry) | Compiled by Author and published by University of Kashmir. |
| 6. Rang Nazran Hind (Poetry) | Published by University of Kashmir |
| 7. Wudav Fikri Hund | A Collection of Literary Critical Essays |
| 8. Su Akh Sada Te..... | A Collection of Poems and Ghazals |
| 9. Parnai Pate | A Collection of Literary Critical Essays |
| 10. Kashir-e-Watsunuk Safar. | History of the Genre Watsun. |
| 11. Kher-ul-Bashar | A Collection of Naths |
| 12. Dr. Fastus by Marlow (Translation) | Under Print. |
| 13. A Collection of Literary Essays | Under Print. |

